# بالیپارہ

دیناناتھ ولی آرٹسٹ
المست کاشمیری

# پیش لفظ

پنڈت دینا ناتھ ولی "المست" کا تخیل دھرتی کا سینہ چیر کر پھوٹ اٹھنے والے ایسا جھرنا ہے جو صرف ایک ہی سمت اختیار نہیں کرتا۔ بلکہ اپنے زور میں مختلف سمتوں میں بہ نکلتا ہے۔ ولی قدرت کی رنگا رنگی کے آرٹسٹ ہیں۔ لیکن جہاں وہ ایک طرف اس کی خوبصورتی کو رنگ و روغن کا جامہ پہنا کر اسے کینوس پر اجاگر کرتے ہیں۔ وہیں استعاروں کے روپ میں اسے اپنے اشعار میں پیش کرتے ہیں۔ لل دید سے لیکر مہجور تک کشمیر کی شاعری کا "المست" نے بغور مطالعہ کیا ہے اور اپنے اشعار اور نظموں کے ذریعے وہ اسے ایک قدم آگے لیجا رہے ہیں۔ ان کا حسّاس دل جہاں ایک پنڈت گھرانے کی غریب کنواری کے جذبات کی ترجمانی کرتا ہے جو اپنی شادی کے سلسلے میں جہیز جٹانے کے لئے اپنے ماں باپ کی اندوہناک تگ و دو دیکھتی ہے۔ وہاں وہ ایک کھر و چننے والی مفلس مزدور کشمیری لڑکی کے لئے بھی روتا ہے۔ جہاں وہ روحانیت کے ساگر میں غوطہ زن ہوتا ہے وہاں قدرت کی رنگینیوں سے محظوظ بھی۔ کشمیری شاعری کو آرٹسٹ ولی اپنے تخیل سے مالا مال کرینگے۔ اسکا مجھے پورا یقین ہے ۔

اوپندر ناتھ اشک

# غزلیات

## غزل نمبر ۱

پوشہ منہ سی ہوش آلہ ناوس — پُشہ راوس پان پادن
بس یتھوی چھوم وندسی ہاوس — پُشہ راوس پان پادن
یتھ یاوس تہ یتھ چکہ چاوس — بیہ ہے وُنہ چھوس آدن
پتہ بیہ نانہ بلہ نن بوراوس — پُشہ راوس پان پادن
پادن تل بو کلہ گگھراوس — تولہ ہے تھدُ افتادن
کیاہ بڑیی بوتہ یاد تھاوس — پُشہ راوس پان پادن
نال نٹ نٹ حوال یاوس — تھاوہ ہے کن فریادن
وادہ مٹھمت بیہ یاد پاوس — پُشہ راوس پان پادن
سندبہ ٹھسی پوش وتھراوس — بونہ شہلین تہ کولہ رادن
سورگہ وگنین اتھہ ونہ ناوس — پُشہ راوس پان پادن

ہرہ موکھہ بہ تل کلہ تراوس | چھونہ حاصل فریادن
ود و دبیاگھ گنگ اتھہ تراس | پُشہ راوس پان پادن
کیتھ دُورِ رک نار تیر اوس | منہ تھوتن کن نادن
تھاؤ بولایس لولہ دریاوس | پُشہ راوس پان پادن
دأدِ بو الست کیت اللہ ناوس | دانیم نے وُنہ دادن
پلہ نئ سبت کلہ بو چھاوس | پُشہ راوس پان پادن

## غزل نمبر ۲

تہِ چھوم ہنہ ہنہ لول تیلأنی | مِنہ کامن چھم چانی ئے
سِنہ کسُ اندری کیا مہِ گدرانی | منہ کامن چھم چانی ئے
عرشو ہیور چھی چانِ رازدھانی | دکلے مُلکچ رانی ییئے
کیاہ منہ کرِ یک زاہ مہربانی | مِنہ کامن چھم چانی ئے
لولہ منز دل تتھ منز باد چانی | کھونہ کھونہ چھس بو للہ وانی ئے
آنہ زِ نپاس رونہ وزہ وانی | مِنہ کامن چھم چانی ییئے

دِلنی مِلہ ژانہ گوپانہ وانی — دور تھاؤ انزلے لأنی ئے

ژور باسے یہ عالمس ماہی سانی — مِنہ کامن چھم چأنی ئے

پدِ چأنِ وتہ ونہ پرِ زہ ناوانی — چھوس بو کوتاہ تمبلانی ئے

تمبلأ وتھ چھا امبہ ناوأنی — مِنہ کامن چھم چأنی ئے

ڈبشہ ہٮَن ساتھا چھس بو کریشانی — رَو زن پرِ وَہ تراوأنی ئے

دیوہ بیہ ہے مِنہ لو زندگانی — مِنہ کامن چھم چأنی ئے

یا خدا کر ھنی ژاس آنگانی — چھُوس نہ بیہ کونہ مازأنی ئے

الہ لِٹہ ونی بس بو چھسئ چانی — مِنہ کامن چھم چأنی ئے

انزلے بھاگیہ آمژ غزلخوانی — المستنس کل چأنی ئے

ژتہِ چھکھے مِنہ زاہ یاد پاوانی — مِنہ کامن چھم چأنی ئے

## غزل نمبر ۳

وسئے ژلہ ہے ژلہ ہے — ژلِتھ نہ ژلہ ہے ونیٔ

سوُر باپس بو ملہ ہے — ملنتھ نہ ژلہ ہے ونیٔ

زاگ ہمہ ہس ڈلہ ہے	بو منز باگ پم پوشنی

پھیرہ کھلہ ہیچھ کھلہ ہے	ژلتھ نہ ژلہ ہے ونی

اچھہ ولہ بو نیہ تلہ ہے	بو دونیہ زال زال ہہس

نت بو گکھرس کلہ ہے	ژلتھ نہ ژلہ ہے ونی

کلہ شین زن گلہ ہے	کلہ ٹھاسان وسہ آرہ زن

لولہ سدری بلہ ہے	ژلتھ نہ ژلہ ہے ونی

خاک پاسن بو ملہ ہے	تسندین نقش پادن ہنزی

دیوہ بو نمہ سبت بلہ ہے	ژلتھ نہ ژلہ ہے ونی

المستہ کوت بو ژلہ ہے	ژل ژلِ نہ چھم للہ ون مہ سوی

بو سہ مہ للہ ون چھہ نکھے	ژلتھ نہ ژلہ ہے ونی

## غزل نمبر ۴

بالہ پان کور تھم زائے	جانانہ بے پروائے

ونہ ونہ چھس بال وچھان	کینہ فلہ نی فال وچھان

| | |
|---|---|
| لوسم مہ اچھ لال وُچھان | جانانہ بے پروائے |
| اچھ نہ گیم ودِ ودِ مے | کنڈ نی لار یم پر مے |
| پُور نہ کروانِ زدِ مے | جانانہ بے پروائے |
| کانہہ چھُم نہ برونٹھ تے پتھ مے | یتمو نہ کر تمو سنتھ رِ مے |
| اگنہ منز ہاو وتھ مے | جانانہ بے پروائے |
| دِشہ گنجہِ مے استانن | رِچھہ کرہ مے پیرہ وانن |
| بیہ کیاہ چھُ اتھِ انسانن | جانانہ بے پروائے |
| ونِ دِتمے آرہ ولنئ | دم دِت مے یم لوپشہ ڈلنئ |
| میون دود گُونہ چھُو بلہ فئ | جانانہ بے پروائے |
| دُورِہ گونہ جایہ پانِ کھٹہ ہا | خلوخ باکھا ژھٹہ ہا |
| اشہ سی منز باگ فتہ ہا | جانانہ بے پروائے |
| وار چھُو منہ لولہ نار کھٹنس | وار چھُو منہ لولہ نار ژھٹہ نس |
| لولہ نارِ انِنس بو فتہ نس | جانانہ بے پروائے |
| لولہ نار انِنس بو فتہ نس | فخ ووتم باخ چھٹہ نس |

پتہ نومہ پوشکھ رٹہ بس — جانانہ بے پرواۓ
گرہ گڈسہ چاأنی خیالن — فیرس بومرگن نہ بالن
چھونڈ وکھ مہ ہیچھہ کوہہ مالن — جانانہ بے پرواۓ
المستسی چھا طاقت — ڈکھہ تھو والنجہ پریت
ادہ ون دلچی حالت — جانانہ بے پرواۓ

# غزل نمبر ۵

لولہ ژنجورہ سنہ تھم نأل — بأل کور تھس پھلہ وأل
یأل کورتھس بوُ پھل وأل — بأل کور تھس پھلہ وأل
ادبرہ تلہ چی نارہ وُزہ مأل — وارہ وُچھہ ہہت ساتھا
لولہ والنجہ گڈہ ہأ مأل — بأل کور تھس پھلہ وأل
بأل نیرن کرہ مہأن مأل — بأل پھیرن کرمہ دوہ
کأل پھیرن تہ بوزکیت کأل — بأل کور تھس پھلہ وأل
پیالہ دلہ کوی وُنہ کلہ وأل — ڈالہ وُزم موُنہ ژھی

کیا مہ امہ خو نہ آئن بڈ ڈاٗلِ
بالِ کور نفس پھلہ واٗلِ

منتہ کھستنی زہ حُسنیچ چاٗلِ
بہ چھو دنیا وَ نہ گتھ

زھنتہ گچھہ یاونُ تاوکاٗلِ
باٗلِ کور نفس فلہ واٗلِ

باٗلِ گرتھ ہم مِہ نالوناٗلِ
ہاٗل دکی باوہ ہے

ہاوہے چھوکھ دوکھ کَم مہ ثاٗلِ
باٗلِ کور نفس پھلہ واٗلِ

چھوُنے یاوُن روزان کاٗلِ
کتھ چھہ روزان نیہ دت

مَنہ دِمہٕ زارَن زہ کَن ڈاٗلِ
باٗلِ کور نفس پھلہ واٗلِ

کینت سونتھ گے کینت نیہ کاٗلِ
مے ونہ چانہ زھانڈاں

مِسیارِہ کونہ پیر پنزاٗلِ
باٗلِ کور نفس پھلہ واٗلِ

المستاہ چھوُ آمُت سواٗلِ
کلہ بَرتَل ترأوِتھ

چانہ آنگنہ نیرِہ کوت خاٗلِ
باٗلِ کور نفس پھلہ واٗلِ

## غزل نمبر ۶

ہیتے میأن زار ونیتس
ہیتے میون آرانیتس

ژٕلے وارہ وارہ ونتوس ہتے میون آرانتوس

اِنتھہ تیتھہ سُومنہ ناوُن نس رُس چھُو کیاہ مہ پراوُن

نس روس یہ میون یاوُن چھوم کتھ بکار ونتوس

ہتے میانِ زار ونتوس ہتے میون آرانتوس

گوگِیہ مہ یاو نس میژ ارمان ہیتھ نہ بیہ سَرِ

پوز چھم وبید ونہ یژ بیہ انتظار ونتوس

ہتے میانِ زار ونتوس ہتے میون آرانتوس

وُشِ سرد سرد میانی نس چھا سے خوش یوانی

کاہنہ نس چھُنا وناُنی چھس بے قرار ونتوس

ہتے میانِ زار ونتوس ہتے میون آرانتوس

بجہ مژہ چھہ اَچھ درس مے چھم نظرہ ہیتھ برس مے

بیہ چھوم نہ کِہنہ ہِس مے بس انتظار ونتوس

ہتے میانِ زار ونتوس ہتے میون آرانتوس

دودا مہ میوٹھ ہیومُت دُور مہ کریوٹھ ہیومُت

منزلہ چھوز یوٹھ ہیومُت | نزہ کمہ سے تارہ ونتوس
---|---
ہتے میانِ زار ونتوس | ہتے میون آر انتوس
اَلمِنہ چھُوم وندس مے | بس ون ہتوٗی ہوس مے
ییتھ ہرِدہ لد دلس مے | ییہ کر بہار ونتوس
ہتے میانِ زار ونتوس | ہتے میون آر انتوس

## غزل نمبر ۲

سو ییہ ہے سون تھوہ لالن | بو دِمہ ہس میٹھ دون ہادن
کریا کیاہ زاہ و فا وادَن | بو دِمہ ہس میٹھ دون ہادن
تھوان چھوس واوہ گراین کن | نہ ییہ کولہ گنگراین کن
بو کن دارتھ چھُس ہادن | بو دِمہ ہس میٹھ دون ہادن
چھلس اشنہ سبب بو کھور دِ ودِ | ونس گیمُت مہ چھم کم زدِ
سو تھوہ ہے کن مہ فریادن | بو دِمہ ہس میٹھ دون ہادن
گرتھان چھم پوشہ گراین برانت | گچھان چھم بو نہ ژھاین برانت

| | |
|---|---|
| وچھان ہٹھ ہٹھ بو کولہ رادن | بو دِمہ ہس میٹھ دون پاون |
| مہ اوسم وِنہ تہ کنہ یاوُن | بمِنس ہاوُن نہ ببہ چھاوُن |
| سُو ییہ ہے وُنہ تہ چھوس آدن | بو دِمہ ہس میٹھ دون پاون |
| چھہ اَلمستس گنیتر کل | سٹھا گوم ژیرہ ییہِ نا جل |
| چھونا ٹوٹھان سِیدن سادن | بو دِمہ ہس میٹھ دون پاون |

## غزل نمبر ۹

لاران ژی پتے یم میانی خیال وسئے

ژھاران ژی ژوپاری یم میانِ لال وسئے

گاران پدمہ چانی ژھنڈِ کوہ تہ بال وسئے

ژھاران ژی ژوپاری یم میانِ لال وسئے

ژھانڈان یارہ بلنئ ون دِت مہ آرہ پلئی

پیے چھون پرِ وژھمہ ڈلنی یم پوشنی تہ کھِلنئ

کلہ نلہ بو چھوس ہنیو مُنت زن اکھ سوال وسئے

ژھاران ژی ژوپاری یم میأن لال وسئے

اندریم ملالہ ون تراو ننہ وانہ درشنوی ہاو

للہ ناو نوٗی مہ ون تھاو اکہ لٹہ ژہ نیای انزراو

یا پورہ دل مہ شہلاو ننہ پوٗرہ زال وسئے

ژھاران ژی ژوپاری یم میأن لال وسئے

حسُنک کمال ہاوتھ پننوی ظہور تراوتھ

زن صُبح پھولہ راوِتھ ژھُن نقش بووزہ ناوتھ

دِل میون بانبراوِتھ تروٗتھ خیال وسئے

ژھاران ژی ژوپاری یم میأن لال وسئے

نیلہ پوٗس مرگہ ہیٹھ یلہ اسہ پیٹھ داد باوبے

چھوٗ بہ یاد پوشہ لنجنٔی پیٹھ یلہ گو گوٗس تراوِنے

یِم وادہ آدنک کیاہ کوٗنہ ساتہ پال وسئے

ژھاران ژی ژوپاری یم میأن لال وسئے

منِنہ کنَ ژہ تھاوتم مے منِنہ روی ژہ ہاوتم مے

چھونہ کانہہ اِمیُوک نہ غم مے پوزیا دتھاوتم مے
یُتھ زن نہ مشرِہیم مے چھُوی اکھ سوال وسئے
ژھاران ژی ژوپاری یم میأن لال وسئے
آسِم مہ آدنچ لَۓ زاہ مارِژہ یاد پیوِ سے
کیتیاہ مہ ترلہ کرِمے وااِیم پھِن کِنی نے
کم کم ترانہ ونمے ژٹِ ژٹِ مہ تال وسئے
ژھاران ژی ژوپاری یم میأن لال وسئے
المستنوی ژہ وچھ حال اندِ مامہ تروو کانہہ بال
ہرموکھ تہ پیر پنژال پھیران گوم یژہ کال
تلہ دِ دِ مہ تا پہ سیت پدِ ہیتھِ ینِ یہ تال وسئے
ژھانڈان ژی ژوپاری یم میأن لال وسئے

## غزل نمبر ۹

کیاہ ژہ گینا نہ کُنن فریاد میأن
کیاہ پھیٔ نازاہ نہ کُنہ پھیرہ یاد میأنِ

بوزتھ از آرہ ہت یم نادمیأن
کیاہ پیئ نازاہ تہ کُنہٕ پھرہ یادمیأن

روشِہ متِہ یارو بوپراران لُوس سَے
پوشِہ متہ یارہ بوژھاران لوُس سَے

ہوشِہ کرِان لُوسمت یم پادمیأنِ
کیاہ پیئ نازاہ تہ کُنہٕ پھرِہ یاد میأنِ

ناب کرُمَے یاد کرکر وادہ چأن
آب کباہ سأری گیاون وادہ پرأنِ

خواب کیاہ سأری گیا بربادمیأنِ
کیاہ پیئ نازاہ تہٕ کُنہ پھرِہ یادمیأنِ

نار دلچی وأیِ وأی یارو ژھچس
آرژی اَنِ اِن بوبے آرو ژھچس

زار ونیٔ کم دِلن ناشادمیأن
کیاہ پیئ نازاہ تہ کُنہ پھرہ یادمیأن

برتلی الست گرِ ھنھی خستہ اوی
دست بستہ عرض ہنت آہستہ اوی
بستہ ہم ارمان کرِ وکھ آزاد میانٕ
کیاہ پیٔ نازہ ہِ گُنہ بھرہ یادِ میانٕ

## غزل نمبر ۱۰

بالیٔ یان گوم دیوان نالےٚ — سالےٚ ییہ ہے سون
پراران لوسس اتھہ ہیتھ مالےٚ — سالےٚ ییہ ہے سون
پوشہ ڈل پھولہ ہین بالہ ہیتھ بالے — وِگنے ہین ونہ وون
دِدرے نہ جل واین سرہ نالےٚ — سالےٚ ییہ ہے سون
پچنوی چھو بلبچر پوٚن لُٹ فالےٚ — دبوہ زون نش پیومیون
کمہ کھتہ ویس نش میانوی خیالےٚ — سالےٚ ییہ ہے سون
نوسہ میدانس ییر پٹر لےٚ — کورمس پوشہ وتھون
ییہ چھاوہ نزاوہ ون گوسہ ملالےٚ — سالےٚ ییہ ہے سون

وچھنہ کتہ پھوجہ مہ سنگرمالے کتہ ون دوہ لوس میون

کوہ زانہ کرواتہ گرہ کمہ جائے سالے بیہ ہے سون

لوسنہ کرمس پان حوالے بیہ چارہ کہنہ نے مہ زون

پاس دیوہ بیہ ہس رٹہ ہم نالے سالے بیہ ہے سون

## غزل نمبر ۱۱

یارِ منڈ صُبحا سو گلمرگے ہندوی چھوم بادمے

تنہ پٹھے وُیران ہمُن دل چھوم گمُت آبادمے

کدِ نھہ اون ہس ننددہ وُزہ ونیہ زن جلودِنادمے

تنہ پٹھے وُیران ہمُن دل چھوم گمُت آبادمے

ژئی ہیوان وچھے بوٗ کھس پیٹھ سر بہ سنر گوڈنچ سوزٹ

کیاہ ژہ شوبے یکھ تہ باسے یکھ مہ کیاہ سندزنہ رٹ

پوشنی اِش ٹار آسی گو مگر دل شادمے

تنہ پٹھے ویران ہمُن دل چھوم گمُت آبادمے

بوزہ دلہ منز کیاہ دِلن چانی سوو بلہ تے زارمیون

وچھوتھ ژے اچھ پھر پھری مہ کن ژہ کیاہ اوی آمیون

وعدہ سوی گو ڈینہک اچھو کن دشمنوی چھوم یادمے

تنہ پتھے ویران ہمت دل چھوم گمُت آبادمے

لولہ کے اکہ پیالہ سیت رُودِ دِمبرہ پتھ مخمور اَس

بدلہ کتھ تان عالمس منز واتھی پے دور اَس

لولہ تیرن مدنہ نین وژھ والنجے دت دادمے

تنہ پتھے ویران ہمت دل چھوم گمُت آبادمے

زن تہ رِح سوسرای یارین ڈیشتھی اماّرسون

زن تہ وشلبونب وچھتھ اتھ کنہ گمُت ملہ زارسون

کیاہ ونے تنہ اِم نین نِل کیت ژین ژین وادمے

تنہ پتھے ویران ہمت دل چھوم گمُت آبادمے

دشمنوت کرتھی بنیو ہمدرد سونوی آسمان

دورہ دُورے مرتھ منٹھان نکھ نکھے نابد ٹیٹھان

نکھہ اِتھی مارِش گرِ تھنت گرِ تھہ ہیے یہ دل برباد مے

نتہ پھٹھے ویران پمُنت دل چھہ یِم گمُت آباد مے

## غزل نمبر ۱۲

کم چھوکھ دت مہ سمسارٔ — دِنت نم نہ بہہ نے کرارئے

سمسارِ برم بأز گأر — دت نم نہ بہہ نے کرارئے

للہ وُم مِہ لولہ بیمارِ — ژُورِہ ژورہ اش ہارِ ہارئے

دِنت نم نہ ہو کھنی مِہ ٹارِ — دِنت نم نہ بہہ نے کرأرئے

چھہ وس کران دم شمار — شہ والِ والِ کھارِ کھارِئے

یژ کال گوم پرأر برأرِ — دِنت نم نہ بہہ نے کرارے

اچھ مہ کوسم ژھارِ ژھارِ — رُودُس بوکن دأر دارئے

سنگدل لوگ گوُنت یأر — دِنت نم نہ بہہ نے کرأرئے

الست لگہ نش پار — یم زینہ لوو ہارِ ہارئے

یم زندہ گور مأر مأر — دِنت نم بہہ نے کرارئے

# غزل نمبر ۱۳

لاگہ پاپوژ ژھانڈن وَنے
پوشہ تھچھ پوشہ پنہ پیٹھ پنے

وَنِ یودِمس ہیرہ تے بو نے
پوشہ تھچھ پوشہ پنہ پیٹھ پنے

ابرہ گورہ نے کھِست ژھارن
سنگرمالو ہیرہ گارن

ناوہ سیلاہ کرہ مہ پارن
پے بونُسند کڈتھی آنے

وچھنہ کم ژھرٹھ دِن مہ ہُورے
موج وُچھہ ہوم دُورے دُورے

نارکن منز روزِتھ ژورے
چُھہ ہوم مہ اچھِ ناٹن گیندنے

نار ذُزنہ وأر تھیس لاران
کُونہ دوان کونہِ تھیس پاران

کُونہِ گیوان کونہ اُش ہاران
زن نہ لگمُتھ چھوم لولہ سنے

رأت دِن گوم وَدان ریوان
ناو ہاہے ہے آلو دیوان

سنگدِلس آرنو چھُو بوان
کوہ نہ نشان چھی وندہ وَنے

گوشنی پیٹھ نژان بارِسیوم
پوشنی منز اسان باسیوم

زن وُندس منز ژان باسیوم
زن نہ وُندہ آم موژہ راونے

وچھیہ مہ ونہِ ونہِ حسنِنہ زرِے — تو نہِ روزم اچھ ترِ نشیہ ہِ ترِے
ئی نہ ڈبوِ ٹھکہ نتہ ہیتھہ مرِ شَرِے — کریشہ ونہِ چھم تی ڈیشنے
زن بوکتانِ سُندین ترِھان — نتہ سواندی وزن ترِھان
زن بوکنو تان واتُن ترِھان — زن بوکتہ تان گومت زِھنے
المستن ونُ نوی سخن — ٹھان تولنم پرانین ووکھن
کرأرہ آسم بیٹھمِت چھوکن — آم یم بیہ نہہ ناوَنے

# غزل نمبر ۱۴

بہ کیاہ ژھل کرمہِ حسنن جأن — بوچھس کل چانِ للہ ناوان
تھورس انھ کُنو بو ازلہ لأنِ — بوچھس کل چانِ للہ ناوان
خبر چھم کیاہ چھہ کتہ اتھہ منز — خبر کوسہ مصلحت اتھہ منز
دِلن ہند مالکن کیاہ زأن — بوچھس کل چانِ للہ ناوان
زِہ چھک کول نا زکرون زن — بوچھس بوٹھہ تن دیوان ہا زن
گلان رُتھہ رُتھہ نہ بیہ دانِ دانِ — بوچھس کل چانِ للہ ناوان

مہ ووُمت آشہ ہیند چھوم ہیول ۔ مہ وِتمت حُسنہ باغس زول

ژھنتھ نالِ لولچی الہ بأنِ ۔ بو چھس کل چاین للہ ناوان

بو ہیومُت چھوس ژہ نش یژدور ۔ مگر ہنیوی یقین چھوم پُور

بو آخر چون ژہ آخر میأن ۔ بو چھوس کل چان للہ ناوان

ژہ زن امہ کھونہ وُڈھ اسمانِ ۔ ژہ چھکھ پوز میان ژہ چھکھ پو ربانِ

ژہ چھکنا میانہ دلچی رأنِ ۔ بو چھوس کل چانِ للہ ناوان

ژہ زن مشراونھن الست ۔ بو رودُس آدنکہ سر مست

سٹھا چھم یاد چانی پرأن ۔ بو چھوس کل چأنِ للہ ناوان

## غزل نمبر ۱۵

سندِ ہ الہ اچھوی کینتھ کیاچ ووُدلِ ۔ نندرِ ہ ہتو میانو کمِ سناوُزہ نوڈلِ

اندر اندری حیرتس منز رُوود ل ۔ نندرِ ہ ہتو میانو کم سناوُزہ نوڈل

حُسنہ کسِن باغس اندر نمبہ لیوُود ل ۔ ینہ لو بوم نہ ژونی منز روودل

ہردہ گوم نظرے کنڈین لاریُود ل ۔ نندرِ ہ ہتو میوان کم سناوزہ نوودلِ

حُسنہ کہہ وچھ پیٹھ عبث پرٕھوو دِل — سنگدِلن کرِہ ہے اثر کیاہ لوٗو دِل

گوٗسری کنہِ نی اوتان اِسہ چھوو دِل — نندرِ ہتو میانو کم سناوٗزہ نو دِل

میول گرٕھان اکسی ہِیوان اکھ ہوٚرنےٚ — راوٕ زان اکھ اکھ لبان دستورنے

صوفیو بو عاشقو نیوہ نو و دِل — نندرِ ہتو میانو کم سناوٗزہ نوو دل

مرگئی بیہ تھ ونن کوہ سارنی — آرہ پلنی کو لہ بچھن سبزارنی

ونہ پدِن پیٹھ منسدن شُتھر وو دل — نندرِ ہتو میون کم سناوٗزہ نو دِل

نظرِ اکہ ژھنو سینکوی ہجری نٹھہ — ونہ پیٹھی ام شاہِ حُسنن گُڈرٕ نٹھہ

ٹھیٹھ ازلن ہِین کن تھاوِیو دل — نندرِ ہتو میون کم سناوٗزہ نو دِل

ادس ہم ہسنی وِنیتھ کم دم دِیان — فکرِہ ما آسس فلک تا نیتھ لوِان

حسنچے اکہ نظرِ بس ارپوٗو دل — نندری ہتو میون کم سناوزہ نو دل

سنگدلن کُن ہیر تھ بچپایو ہفر — ذرٕ رنگ دِ بینیہ المستنی کیتیاہ نگر

رنگ و مشکِ ت وکھنی برم وودل — نندرِ ہتو میون کم سناوزہ نو دل

## غزل نمبر ۱۶

یارو بوٗپھیرس یارہ بلن چانِہ امارے

لاریم پدِمے آرہ پلن چانِہ امارے

چھوم نومِہ گُنہ کِن دو د بلن چانہ امارے

لاریم پدِمے آرہ پلن چانہ امارے

کوہ گاش تراٗوِتھ زونہ نیران کمسنزے ویرے

خوشبو چمن تراٗو تھ چھوٗپھیران کمسنزے ویرے

کم لالہ پھل ییتہ سوٗر ملن چانہ اَمارے

لاریم پدِمے آرہ پلن چانہ اَمارے

شامن تہ صُبحن وا و لاران چانِہ لولے

بالن کوہن پیٹھہ پان ماران چانہ لولے

سوٗی زانِہ بس زن پاد فلن چانہ امارے

لاریم پدِمے آرہ پلن چانِہ آمارے

یوٗتھ لول کیاہ پانژادرن جوین تہ بیہ آرن

دوران دوان مرگن نہ بہاکن پیٹھہ نہ منزارن

لاران چھ کلہ چھاوان پلن چانہِ امارے

لارِیم پدِ مے آرہ پلن چانہِ امارے

کیاہ داغ گلان رٹو دلس ہُتھ پوی نش آئے

فُکُٹھ ببیر زلِہ کاأرِ پراران کمستر یے رائے

اِش ٹارِ چھہ ہیوشن نہ کھلن چانہ امارے

لارِم پدِ مے آرہ پلن چانہِ امارے

روزِتھ رہتھ گوہ گیمتی برٹھ وہارٹھی بتہ پوش

ہتھ ہتھ زبانِ تھوتھو چھہ گیمتِ کلِ نہ بیہ خاموش

وتھمُت چھُہ ہُوی دیدرین نہ چلن چانہ امارے

لاریم پدِ مے آرہ پلن چانہِ امارے

آلمست ہارِتھ بیوٹھمُت ولِ کلہ ہیتھ نراوِتھ

لُوستِھ چھُہ پراران چانہ وتہ بیٹھہ چشمہ وتھراونھ

ژھو پہ دپ کرِتھ زن شین گلن چانہ امارے

لاریم پدِ مے آرہ پلن چانہِ امارے

# غزل نمبر ۱۷

بُونت کیہہ چھکہٕ نُن وُڈان او وسئے
روزِ نی ساتھاہ گمہ شُہلا وسئے

بیرے لنجہ کرہ ئے داو وسئے
روزنی ساتھاہ گمہ شہلا وسئے

نحتہ ڈکسی بو بیہ گمہ شُہلاوی
وزِھہ والنجہ داد اُدِ پننی باوی

روزِ نی بوہ نہ تل تان لرتراو وسئے
روزِ نی ساتھاہ گمہ شہلا وسئے

چھوی نہ لازم کہہ بوزن بیانِ غم
حال منتہ پنہٕ تم نہ بوتھسی وچھتم

ڈکہ مُوزِ دنت نظراہ تراو وسئے
روزِ نی ساتھا گمہ شہلا وسئے

پیانہ اسنے گھسنے ونہِ ونہ گُل
منہ پھولہِ ہے یہ دلگُوی ہوکھمت گُل

کہِہے اسہ کُن نہ وُڈھ کُملاو وسئے
روزِ نی ساتھاہ گمہ شُہلاو وسئے

بوُزہ دلبی چانِ میانہ دلگوی صداہ
نتہ یہ ژورہ نظر ونتہ وچھُنوی کیاہ

سیدٔ وچھِہ ون ٹھُرِ ئے تھاو وسئے
روزِ نی ساتھاہ گمہ شُہلا وسئے

پیانہ ٹھرہ ماران میان گرِ بیٹھہ
لولہ نظر ودِنت گُلابِ پادن بیٹھہِ

بس امی بیت ژول مہ آمتہ تاو وسئے
روزِ نی ساتھاہ گمہ شُہلا وسئے

چھوس بو تولان نظرو بیت مہ ناز چھوس وران بأتن منزتہ ہمہ راز
یو زی ساتھاہ کھور مورہ ناو وسیئے روزی ساتھاہ گمہ شہلاو وسیئے
کرہنہ اچھنئی ہند ظلمات مہ ہو وتن تتہ ژہ الست آبحیات چو وتن
سوی حیات بخشن بن دراو وسیئے روزی ساتھاہ گمہ شہلاو وسیئے

## غزل نمبر ۱۸

یاوُن دِتوم تہ دِتومنہ چھاوُن یاوُن دِتوم راوُن کیوُت
یاوُن اوسُم کنہ اوس شراوُن شینس نن مہ وگلاوُن کیوُت
کیا اوسم نیچھِ یاو نہ پراوُن یاوُن اوسم نہ راوُن کیوت
یاوُن میون اوس گرہ بار نزاوُن بیرن نہ نچھنی چھاوُن کیوُت
یاوُن میون زن انس ہاج باوُن یاوُن میون ووس ہاوُن کیوُت
کلہ مے اوسُم کنہ نی چھاوُن دِل میون اوس ہند راوُن کیوت
یاوُن میون اوس وُنہ ونہ شُنگناوُن یاوُن میون اوس راوُن کیوت
المستہ کیاہ چھوی ونِ تِشاوُن بینہ کُس جیز چھو نہ راوُن کیوُت

# حصّۂ نظم

## بالہ یارہ

زیٚنہٕ کُلسی ہیٚنہ کسُ مہ گراوٕ ‎ ‎ ‎ ییٚہ ہاے ژٕی ونتس واوٕ

دِیہ درشُن سونتھ ہو آوٕ

ییٚہ ہاے ژٕی ونتس واوٕ

شیٚنہ بالن ژٕج ابچ رٕھائی ‎ ‎ ‎ لیفہٕ تلہٕ زان کلہ کڈٕ کڈٕ درآے

کھِرٕ رٕبہٕ تلہٕ زن پوشہ بوٗبہٕ یئے ‎ ‎ ‎ زان زمینہ ارمان ییٚرٕ نیٚبر آئے

منٛنہٕ دلکوی ٹوٗر پھلراوٕ

ییٚہ ہاے ژٕی ونتس واوٕ

وٕنھوٗ سنگرو ہیٚنھہٕ شیٚن گلٕ گلٕ ‎ ‎ ‎ جوٗیہ تے بیہ آرہ وتھہٕ ژلٕ ژلٕ

سنٛدِ یچہ ڈل آہی ژٕ وپارٕ پھل پھل    مشکہ ہتو واو آو گوڈلِ ڈلِ

پوشہ منہِ واوہ موٗمہِ مژراوٗ

ہیہِ ہے ژٔی ونتس واوٗ

یمبرزلِہ سوٗلہ ییٚتھ لوٗس کارِ    ٹیکہ ٹٔینو تہ ماتھو کاہنہ تارِ

گلہ ٹوٗرِین نہ سنبلنٕ ییہ ہیارٕ    منہِ گلالن ہنٛد چھِس پھوٗجِ وارٕ

سونتھ کیوتھ ژاوٗ؟ بس بوٗتھ دراوٗ

ہیہ ہے ژٕی ونتس واوٗو

گرٕژنج گوٗکلو گلستانن    دِدرِہ بولان چھہ بیٹھ اسمانن

جویہ جلترنگ وزان میدانن    زلن دِوان چھم مہ پھیوٗرارمانن

وِنِ مہ چھوکنی کرِ أر ٹُکہ ناوٗو

ہیہِ ہے ژٔی ونتس واوٗو

پھولِ بادام کوہہ دامنی    پھیر سبزی وُڈرن نہ وَنی

رنگ چھِسوٕ ژوپارٕ گلشتنیٕ    نتھ ن زنڈتانِ ولِ یٔنی

لش نہ نتھ ن شوٗر یاد پاوٗو

ہیہِ ہے ژٔی ونتس واوٗو

روز مینہ یژ کاٗل پردہ تراوان     چھس نہ مین پردہ تلِ بوٗتھ ہاوان

راوٗمت پوش بلبل چھ پچھاوان     یِرتھ اکھا ینہ دل چھینِتھ لاوان

دن بو کمہ سیت دل چھینِتھ لاوٗ

یِیہ ہے زی ونتس واوٗ

گامہ سوٗندرن بیہ ما چھہ کانہہ کل     آیہ سمنتھی پانپرہ جل جل

رفِ لاگِکھ پوشہ کوٗلنی تل     گرزہ ناوِکھ بال تے جنگل

کسُ مہ بوزِم کس بو ونہ ناوٗو

یِیہ ہے زی ونتس واوٗو

مہ چھیہ بالن کنُ لگمت لال     ٹھرِ روزِتھ چھوم ییر ہیژال

وانہا بوتس پنش مارتھ ژھال     باوہ ہانس ہنیوی یہ بدحال

واوہ مِنہ لس نِش وانتاوٗو

یِیہ ہے زی ونتس واوٗو

دارہ بیٹھ کارتھاوتھ یاران     کن بو قدمن تھندن داران

ژورہ ژورے چھیس اوش ہاران     زن نہ بوزن وسنج چھم یہ ماران

یاوَنُ چاوکسَ بو نِھکہ ناوُو

بیہ ہاہے ژی وَنتسَ واوُو

رِنہ کأسِ کرِتھ جان فدائیٕ ژُوژٹِ ژٹ نہ چھنہ مجُرائیٕ

چھے گرِتھان دوَن بأژن جُدائیٕ بنہ رُگلنی چھہ بتہ وَنہ وِلائیٕ

بتہ نھوُون اسی بنہ واوُو

بیہ ہاہے ژی وَنتسِ واوُو

وَن نہ قسمت سون اسہ نتسِ وُھٹھ گوڈہ تگن کرِ وی ابوِ اسہ ٹوُ ٹھ

دورِہ ہبھہ ژچہ میون گیونوی موٗٹھ رِنیاوٗ پوشو کرُمہ رنگہ سی لوٗٹھ

ون سیاہ سرُمہ لوٗ ٹا و ناوُو

بیہ ہاہے ژی وَنتس واوُو

دُورِہ ونہ یکونی چھہ ڈیشان تھزرِہ برانژ شرکوتاہ چھہ کرِشاین

مکھِ تولنھ نس بوزِتھ لارِہ بنزلن تھدُ تلان کرِیکہ دی دی اسمان

ژِنگرِہ مارِان لالہ ہو آوُوٗ



بیہ ہاہے ژی وَنتسَ واوُو

چھس خبر شوُرِنیٔ چھِہ تمنسر ماند    گوُسوُ ینہ نوُ یکھ نہ برتے براند

وِلِ بنِگ کرُمس مِہ کوُت باند باند    وأیِ یوتان ساروی کھنِی داند

چھس بو للہ ناوان آمہ تاوُو

ییہ ہے ژی وَ نِش واوُو

رُود منز باگ بیوٗڈھ سوٗنوی کھاہ    سانہِ باپت کرِ یوٗڈھ گو دنیاہ

وُوت نہ عرشس تانِ زاہ سوٗن آہ    ژالہ شوُرِنی ہلنہ چھوٗرہ چھوٗرہ کیاہ

انہ وادے گیہ پنہ واوُو

بیہ ہے ژی ونِش واوُو

## بالہ اپارہ

گرہ نرا وِ یوم کمہ چکہ چاوے    پرَ دیشن بو آس بتہ واوے

برہ گوس بتہِ گرہ منہِ تاوے

پرَ دیشن بو آس بتہ واوے

رِتہ کاٗلس بتہ کوٗمہ گرہ نے    رب دوان لوم فرہِ مے

کھہ سی منز پھٹر ہم پہرہ مے  مہ دیو وندہ یزم گرہ مے

دیوہ یوتا پہ دود پان شہلاوی

پردیشن یو آس بنہ واوی

زومُن نہ لگہ ینہ تزہ تاوے  زومُن نہ گرتھہ ایرہ وہ ناوے

زومُن نہ ڈوٹھ گرہ ماراوے  زومُن نہ مختنہ مالہ چھکراوے

مہ دیو یاون پوشن چھاوے

پر دیشن یو آس بنہ واوے

وچھنہ کوت کوت بوھیر وس ننی  ماز لنتی ہند گول مہ وننی

کِنہ یہ سیکھ تہ کِتہ مبون یوشہ وطنی  زن نہ چھمک نار ینہ تننی

بڈ کشیر نہ گوڈہ کیاہ بوتھکہ ناوی

پر دیشن یو آس بنہ واوی

میان کشیر دادن چھہ بلہ راوان  میان کشیر شادین چھہ وزہ ناوان

میان کشیر وپرن چھہ پھلراوان  میان کشیر ینہ بن چھہ زلہ راوان

پر دارِ چھے کرزہ کیا گراوی

پر دیشن یو آس بنہ واوی

چیز سأن جان جان امیرن کٔنۍ  کمہ نغمہٕ تہٕ خوان امیرن کٔنۍ
سانِ مرور نہ وتہ جان امیرن کٔنۍ  سانِ زمین تہٕ اسمان امیرن کٔنۍ

پچھے امیرنی تہٕ سوکھ نہ ساوی
پرہ دیش بو آس بتہ واوی

کانہہ چھو آسان عالم مشہور  کانہہ چھو آسان حاکم مشہور
کانہہ چھو آسان ظالم مشہور  اسِ چھہ سارنی خادم مشہور

بیہ چھہ کیا اسہ تی بو تھکہ ناوی
پرہ دیش بو آس بتہ واوی

اسہ چھہ اسہ ونِ کہسار نہ اسہِ کیاہ  اسہ چھہ وسہ ونِ آبشار نہ اسہِ کیاہ
اسہ چھہ پھولہ ونِ گلزار نہ اسہِ کیاہ  اسہ چھہ ڈولہ ونِ میوہ زار نہ اسہِ کیاہ

اسہ چھو ہا کہ سبت کھتمت لاوی
پرہ دیش بو آس بتہ واوی

اسِ چھہ ہا کہ بتہ بابت حیران  بڈ برتھی بتہ کوہی چھو ارمان
بتہ بایتھی چھہ دوہلت کیشان  خواب بتہ کی چھہ اسِ تہ ڈیشان

یڈ وَدا کِنہ گرہ یاد پاوُنی

پرٕ دیشِن بوٗ آس بتہ واوَی

زوٗن کھوان آسِہ میانہ دادےٚ نہر    بالنی کُن سوٗ آسِہ تھأوِتھ نظر

کُس ہوان آسِہ تتہ تسنز خبر    کُس وِسِن ہیہِ مہ بیتہ کھورسی تبر

دادِ بوٗ کیتاہ بتہ للہ ناوی

پرٕ دیشِن بوٗ آس بتہ واوَی

کُس وِسِن چھوِس بوٗ موز ورگوٗمُت    چھوم دَواہہ دادِہ نوٗسوٗر نوٗبوٗمُت

چھوس زمینس بوٗ بتہِ لارِ بوٗمُت    لوکہ ہنزہ نی میچہ نی بوٗ پیوٗمُت

چھوس گلان اندری شرمِہ داوَی

پرٕ دیشِن بوٗ آس بتہ واوَی

خوٗن کمٕ کرمہ پیش زونہ پتٕ    نش میانہ زونہ سپدیا یہ حالت

کیاسہ کرٕ نشا بتہ پھلہ باپتٕ    ہنےٚ سہ للہ دِیا زمیون حسرت

کس بوٗ بیتہ ون یہ ہاڑھ پھوڑاوی



پرٕ دیشِن بوٗ آس بتہ واوَی

زن نہ کوہ آسہ دوہ گزراوان    لول بوچھ تہ شرکوچھہ للہ ناوان

یژ سہ آسہ سژ کرہ کرتھاوان    آسہ تی شژن ون وچن ساوان

کأنسہ پنش ماسہ کرہ میانہ گراوی

پر دیشن بو آس بتہ واوی

ٹھنڈہ واوہ گرایہ زن چھہ تُر ونہ ہندہ    زن تہ یم چھہ گراوہ وی بر بر شاہ

زن تہ وشنی ہندیہ طوفاناہ    زن اُشک اتھ منز چھو سہلاباہ

آوہ لسنی منز ما بو راوی

پر دیشن بو آس بتہ واوی

ہمالہ کمہ چھہ بالہ اپاری    زیہ کولنی پتھ ہیتھ چھہ خواری

ریہ لوسان چھک پیار پیاری    کرہ ہنگھ یم ناز بر داری

تم چھہ دمت یتہ آمہ تاوی

پر دیشن بو آس بتہ واوی

کم لالہ پھل چھہ بالہ یہ پارے    للہ ناوان چھہ لولہ بیمارے

دور رن تہ چھہ کرمت نارے    گرہ کنوی چھک دولچہ کارے

برہ گیمت چھہ ورزنہ واوی
پر دیشن بو آس بنہ واوی

وای کشیرہ ہنرہ ونہ بیٹھ گرتھ ہا پچھ بنتھ کونہ موٹرس بوازہ ہا
گرہ واتہ ہا تہ ادہ کنہ بو وِزہ ہا دُوکھ تہ داد بلہ ہن مہ بو نہ نرزہ ہا

نہ بو کمہ زُوہ گرہ سکھراوی
پر دیشن بو آس بنہ واوی

کانہہ کشیرہ ہنرہ ونہ بیٹھ مہ نیہ ہے پتہ کشیرہ پُس موٹرہ بیہ ہے
نمہ موٹرچ گردا مے دیہ ہے نمہ گردے مہ پوریر بیہ ہے

نہ گردے بو پان شہلاوی
پر دیشن بو آس بنہ واوی

## وِدوایہ ہندیداکھ

گوم کُتوے ناردِنت لوکہ چار میون پھیرہ ناپتو بیہ ییس نا آرہ میون
سوندتی منز گونزِ نظہ بنزرادیون پھیرہ ناپتو بیہ ییس نا آرہ میون

پھوجسہ بلہ مالِنہ گرے گلہ ٹُورزن　　اڈہ مبجے زیوہ بولون کستورزن

میانِ زنہ پھلمنت ممن اوس ٹُورزن　　آسِں کیاہ اللہ وان مے کنہ دُورزن

اوس کوتاہ سخ ممن امار میون

پھیرہ ناپتو بیہ ییس نا آرِ میون

کیمِت ننہ پلٹھہ سوتنی پھلراوگل　　منت کمت بلبچر وی کیاہ چھاوگل

میٹھ کرکر مبُروئی دُزہ ناوگل　　پوشہ متوی فتیوسیت سُمبراوگل

کپشہ وُن روُدترشہ ہنو گلزار میون

پھیرہ ناپتو بیہ ییس نا آرِ میون

سونتھ کیتیاہ آی ننہ کیاہ ڈنکھ جوش　　بلبلن تے پوشنی لِج رو شہِ ووش

پوش فِل بہ ڈورنی تان آ ووش　　پھُلِ پھولی کنڈ مونی تان آی پوش

کونڈ موتِ پوتھ کنُ یہ گل رخسار میون

پھیرہ ناپتو بیہ ییس نا آرِ میون

آیہ خاندر کانسہ دل میونوی لوان　　ژنجہ نمبک نارن ہنزی وَ النجہ یوان

چھوم منہ اندری شیطن کوتال توان　　برونٹھ کن چھوم نفسہ گرپومت یوان

باد پیوان چھوم سو خوش دیدارِ میون

پھیرہ نا پتھ بیہ ییس تا آرِ میون

باد پیوان چھوم زہ آس ہتہ مینز راتہ    مالِ ژھاد پومہ نٹ کیا گنہ ساعت

آمز چھی ھم دھاسیان ہتہ آس براتہ    پوشہ مرزن آس کیا گو ڈیچ سو راتہ

گوم پوشو منز ژھٹ شمارِ میون

پھیرہ نا پتھ بیہ ییس تا آرِ میون

نیترس کیتھ کم کران آسن پوشہ    شتر کو آسن یہ خبر زن نندرہ ہش

مینزرہ نم وچھ گر آسن پوم مرژ    کیاہ خبر آسم گرھم مینی مہ مرژ

پھولہ دوئی ماڈ دِھ گرھ گلزارِ میون

پھیرہ نا پتھ بیہ ییس تا آرِ میون

اوس وارِ دِے کیاہ نم دی ہتی چلو    پوش تن پرتھ طرفہ ھلی تن نتھ آو

ہترِ تہوی گرتی مہ بادِین پوشہ کراو    تیوتھ گنڈاہ اکھ مو تہوی سین مہ ژاد

چھکر چھی ژھنتم سو وچھہ کوی یارِ میون

پھیرہ نا پتھ بیہ ییس تا آرِ میون

کس خبر اَس ازلسی کیاہ اوس خاش　　کس خبر اَس گرتھ سرس ننھہ پاٹھہ فاش

اوس بلبل جورہ گڈہ تے بکھن واش　　نندرہ ہتر اَسس مے فولنی اوس گاش

گاش پھولنے بر دہنہ وُڈبو وسمسار میون

پھیرہ نا پتو بیہ بیس نا آر میون

تم رنگین کہہ دوہ چھہ کس ون وارہ یاد　　تم بہارن دوہ تھون دو شوار یاد

چھم سوپُن ہیوون پتُن لوکہ چار یاد　　بوزنہ تس دلدارہ سُند چھونہ وارہ یاد

آدہ رینہ ناریاد چھوم دلدار میُون

پھیرہ نا پتو بیہ بلبس نا آر میُون

مُودسوا کہ لٹہ چھس دوہی بوتیہ مران　　نزاُ ونزاِ وِش دش ہران چھیس دوہ بران

ہرنہ کرنے میانہ وسہ سُدرے کران　　نوی پلو پرتھ وہرہ نوی زیور گران

گو سماجس یار ینۂ نرِ وار میون

کیاہ چھُونا وۂ ننھہ سماجس آر میون

آس ننھہ کُن سمنھہ گرہ آسان ننیے　　اوس میونڈاہ زُو جان نتھ ٹینھہ میلان منے

اوس نہ کہنہ شاگلس منزی پابان منے　　اوس ننھہ تتھے مُشکل گُنھ آسان منے

کس چھوز وینہ راوہ کسُ از بازمیون

کیاہ چھونا ونہ نیتھ سما جس آرمیون

ہینیو گرڈُن بھگوانسی صحائی مہ ننتھ | لاگہ ہے ونتوم کتھ کن ون بہ تیتھ

چھم انان نیہ نتھ نہ لٹ زلانج باتھ | کر اگر ونہ کانسہ بابس سیت مہ کتھ

کونت کوزندہ روزنوی شوارمیون

کیا چھونا ونہ نیت سما جس آرمیون

زورہ زن مہ کھونہ نہ ودہ زھٹہ زن باکھ | دمہ بوزن اسمانی بھس بدراکھ

چھم مہ لولہ للہ ون وہے دچرم بہ تیزاکھ | کن تھوُن مے کن سما جس دھرمہ ٹھاکھ

دھرمہ نیتھ گرڈھنا بہ دل بیزار میون

کیا چھونا ونہ نیت سما جس آرمیون

چھوکھ نہ دوکھ للوان کیاہ گودر بوم مے | کتھ جوانیہ وچھتوی کیا گوم مے

شر اکہ نلہ ہٹ دھرمچے گرٹوم مے | بے گناہ چھس ونہ کس کیاہ کھیوم مے

کیاہ چھونا ون کا ہنتہ بہ غنجہ ازمیون

کیا چھونا ونہ نیتھ سما جس آرمیون

دھرمچے پچھ ودت اچھن کنہ نی ہیت  کیہہ کوڑھن مندرن نہ منزو نہ نی ہیت

دھرم کتھہ وزھنان انجمنی ہیت  جورہ ماران کیٔت گلشنی ہیت

زن نہ زاہ واتی تمن تان نار میون

کیاہ چھہو ناو نہ ینھ سماجس آر میون

رسم از تان کیت نوہ بدلان آو  کو نہ وتان ینھ دھرم آس مشران آو

پتہ ستی ہیند رسم کیتھ پھٹران آو  پُز توتھ تان کوت توہ کھٹران آو

جان اوس دز نوی گرھنہ کھونہ خوار میون

کیاہ چھہو ناو نہ ینھ سماجس آر میون

پھیرون ہسہ کرمہ رسمن دھرم ناو  روز نے نندہ چھوی ہٹ دھرمی تراو

بُد بزھان چھوک تا منی سدسدنہ ناو  گاٹلیو وُنو ناو نزاون وچھتہ واو

پھاٹہ دیو نتہ ناوہ اشکوی بار میون

کیاہ چھہو ناو نہ ینھ سماجس آر میون

## غریب کورہ ہنزہ گراوہ

ژه دِیُٹھم کتھ کِتُوی کھسہ وُن یاوُن مہ ییتھ زنمے دیو کیاہ اوس پراوُن

یہ اوسوی وقت پنوی راوہ راوُن

مہ ییتھ زنمے دیو کیاہ اوس پراوُن

ژه پھولراونیہ صحراوس اندر گُل کروتھ پژ کوٹ پھلراوِتھ تغوتل

نہ چھم سگ بیتہ نہ چھوم سایس کتنوی گُل نہ چھوم کانہہ باغوان نازان نہ بُلبُل

گوڈنیہ گرڈھہ بلبلن بینہ مال ہاون

مہ ییتھ زنمے دیو کیاہ اوس پراوُن

بوامہ کھوتہ آسہ ہاہے ژی یاد پلنی گلن زالان چھہ بیتہ منز نارہ کھلنی

چڑاوان پوش چھی ہیٹھ کنہ پلنی بہاوان زوز ژھی بیتہ یارہ پلنی

ہمن کونہ پاٹھ چھوومن بیتہ رنزہ ناوُن

مہ ییتھ زنمے دیو کیاہ اوس پراوُن

بناوِتھ زون ہش وَن کیاہ مہ پروم کمالس پام یادُن وانہ نووم

خیالن وارِوک چھنر نهٔ مہ پووم نہ ناداری ہندوی داغ للہ نووم

سوُ یادُن کیاہ ذرے بیتھ داغ للہوُن

مہ ییتھ زنمے دیو کیاہ اوس پراوُن

مہ امہِ کھونہ تھوزِ ہے ژیٔ نارکن منز　بوزِ چھیہ ہا موج زگُتگ معرکن منز

نہ اوسم وأرِ دیکُو نہ مالنیکوٹنز　نہ اوسم کنُ بُنگ نہ کرِ ژھنکوی سنز

بلیہِ تھِ اچھ ناٹہ کرہ ہے زِکستی کنُ

مہ ییتھ زنمے دیو کیا اوس پراوُن

مگر اُنھس ژہ بو سمسارسی منز　مہ امہ کھونہ ترا وہک کونہ نارسی منز

بیس بو ڈوڈھُ زن بہارسی منز　ژِ چھُم بیہ موج مول آزارسی منز

ون اوسُو بیہ مبانہ زنگہ ایذا من دِ تُو

مہ ییتھ زنمے دیو کیاہ اوس پراوُن

گوڈِن ہا میانہِ زِنہ بیتہ کانہہ خوش گو　وُنی وُشُ پِے نہ کرہ کرہ سی دیُن ہیو

بوآسسہ پچھوکھسہِ ہیکیھ پُورہ کنہ رو　گیکھ گوڈہ کُورنا وہنہ سی گلے زِیو

وجارہ بیہ نہ ہند آکھ نقشہ بروُنہہ کنُ

مہ ییتھ زنمے دیو کیاہ اوس پراوُن

جوُ کھکھ زن اُس لگمت دِ اندوانے　ہیوُن سوکھ گو کھہ یأوِ تھ آنہ مانے

ہِتھس دِ تھ کانہہ ڈسیم بُرکھو دِرہ میانے　مِیرو دمبرے تہ اُتھہ ژھدانہ دانے

پتو بتہ کانہہ گو ژھُک مجبر ایٔی دیُن

مہ ییٖتھ زِ نمے دیُو کیاہ اوس پراوُن

لوکٹ آسکھ بوزن کلہٕ ازِ چھولہٕ اوُن بڈِ تھ باسیبہ سکھہٕ زن نا رزہٕ اوُن

لوکٹ آسِ سکھ بوزن کنہ دور الہٕ اوُن بڈِتھ پیہ سکھ بوزن نوسُور للہ وُن

سو لوکہ چار میون اوسم ہِرِج باوُن

مہ ییٖتھ زِ نمے دیُو کیاہ اوس پراوُن

گلان چھیس کتو سنا گرِتھہ پارسل مے گرِتھم نہ آسنی نمِ ناہل مے

دیان چھیس گرِتھنہ نم انہ نی دل مے گلان چھیس گرِ تھم مشکل یہ حل مے

گوژھم نہ مول کو نہ مندہ چھاونے یوُن

مہ ییٖتھ زِ نمے دیُو کیاہ اوس پراوُن

دیان میلُن چھیو برہمن زنم دشوار بنیو و برہمن زنم از دوزخُن نار

یونان زندہ روزہ وُھنس پانہٕ دنی پار مرِتھہ روزِس شُرِن بارِثن پتے لار

زنم یو نہ چھو یہ ژہ آسان پاٗیمن دِیوُن

مہ ییٖتھ زِ نمے دیُو کیاہ اوس پراوُن

پنجو سنزہ وِزہ چھہ گوڈہ بِزہ زٹھروان     نہ یاد انسانینن وزان نہ بھگوان
چھہ کینِہہ کینہہ پاٹھ اپنی شان ہاوان     چھہ کمہ کمہ رنگہ شکارس پھاسناوان

پھٔو چھوک میانہِ وِزہ پھیران موتنُ
مہ بیتھ زنمے دیو کیاہ اوس پراوُن

دیو کرہ بنہ دستے چارہ میونوی     انکھ ون لالہ والین آہ میونوی
ننہ بیتہ راوِہ کسُ بنہ بار میونوی     چھو بروٹھی موج مولوی خوار میونوی

بچارین گرہ نہ چھوک ون رہنہ تھاوُن
مہ بیتھ زنمے دیو کیاہ اوس پراوُن

## گوہ کھر

کرا یہ کرمنہ منز چھمبو چھارونہ وُڈر و بالئے
درا بہ سندر مال بالا گوہ رژن دِنہ زالئے
ہائے بیتھ چھوکہ لدِ دلس واری مِہ وتھِ پرکالئے
درا بہ سندر مال بالا گوہ رژن دِنہ زالئے

پھُوت کلس ہیٹھ ہیتھ پلو آرِ و منزِری لاران ژلان
کھمبروی ہیٹھ ناروی منزِ رنۂ کھورن ہاران ژلان
گوٚہ رژن پتھ پژھ زوٗل مالا گمژ فلوا یئے
در ایہ سندر مال بالا گوٚہ رژن دِنہ زالئے

درشنس پِژھ خسینچے دِیوِی پزی گوٗژھ آسنوی
حاصلی پیتھ یاوٗنک کیاہ گوٚہ نہ بوڈھ گوژھ آسنوی
حاصلی پیتھ یاوٗنوک کیا شوبہے نئ ڈلئے
در ایہ سندر مال بالا گوٚہ رژن دِنہ زالئے

مست بیہ اچھِ برٕری زن جنتکوٗی مس پیالئ
شاعرن بیہ مُصوِرن کیتو برمنوی کلہ والئ
کیاسہ گوٚہ لیب ژھانڈلس لگہ ہینہ پے مس پیالئے
در ایہ سندر مال بالا گوٚہ رژن دِنہ زالئے

بالنی ہیٹھ گُل پھولان کم کم برٕی پانے گژھان
کھوٚبرٕنی منز نازنین کم جیہ افسانے گژھان

واوہ ہالے منز پھولان ساتھا گلان ہیتھ ناٹے
درایہ سندرمال بالاگوہ رژن دِنہ زاٹے
تازہ دولت یوتھنہ کاہہ شرمندہ کرہ زاہ چندہ چون
اکھ خداجالیہ بہ ژھور چندہ چون ژھنمن جندہ چون
باوفا پھوی وندہ رنہ کالے ژہ نا لوناٹے
درایہ سندرمال بالاگوہ رژن دِنہ زاٹے
کنڈِ رٹن کیاہ پاک دامن چون چھواطاقت نمن
ستو گرِ ھکھ لتو پاٹھ یُدوی میٹھ دِنہ کاہہ بیہ کھورن
زاہ نہ ما پھوشن وُچھت کیاہ آمہ تاون زاٹے
درایہ سندرمال بالاگوہ رژن دِنہ زاٹے
آلژین بروہہ کُن گرِ ھا واتنہ رنگارنگ نعمتی
کیاہ جفاکش گرِ ھہ گذارُن دوہ پنُن کرکرسِتری
زوزٹن والِین گرِھنہ گرِھہ زندگی ووپاٹے
درایہ سندرمال بالاگوہ رژن دِنہ زاٹے

طوطہ چشمن شاطرن گرٛژھ شان و شوکت آسنی
کیا سِبدیس المتنسی گرٛژھ سہ یہ حالت آسنی
کُس سنا پیمانہ تھو دُنیا بناوَن والیٔ
دراہ سندر مالِ بالاگوٗہ رٕژن دِنہ زالیٔ

## گامہ سُندرہ

| | |
|---|---|
| چھندرمژ ژھکھے نندہ کرِ کریٔ | شامہ صُورژ ہائے گامہ سندریٔ |
| ربِہ وانے گیہ ہمہ جندہ سریٔ | شامہ صُورژ ہائے گامہ سوندریٔ |
| گراہ یارانِ لیمبہ منزٕ زن ہمپوش | آونطرن ہندِہ نی ہُمبرن جوش |
| پوسِ لات روپیس گیت کرِ کریٔ | شامہ صُورژ ہائے گامہ سوندریٔ |
| کتہ کتہ ہیٹھہ سیمبر اوُتھ معاملہ | سورگہ اچھ رژہ نی ہندہ خطہ خالہ |
| کامہ دیون تھاونک گرِ گریٔ | شامہ صُورژ ہائے گامہ سوندریٔ |
| چھُوی ہیوی کھاہ دیناہ تہ دلبر چھون | چھےَ یہی مژ دولت تہ زیور چھون |
| چھےَ توی یژہ زنگہ ربہ بر بریٔ | شامہ صُورژ ہائے گامہ سندریٔ |

| | |
|---|---|
| یم داغ ییتہ ژُون نہ چھہ للناوِن | گُل لالہ نہ نال ژٹ ژٹِ چھہ ہاوان |
| ژہ نہ رِبہ چھکہ چونہ زن جر جرئے | شامہ صورژ ہیئے گامہ سوندرئے |
| دُورِ کھاہہ منزہ چانہ کیوچ آواز | سیبتی دِرینہ نہ مونڈہ جن ہیندِ ساز |
| سنہ ون چھہ کنہ کن جو دوگرئے | شامہ صورژ ہیئے گامہ سوندرئے |
| رسلے ہٹہ بولان زنگہ ژدزن | بون منتھی چھلکھے گلاب ٹھرزن |
| بینت چھہ پیوان پوشن ہرورئے | شامہ صورژ ہیئے گامہ سوندرئے |
| منہ رنہ کالہ یہ کٹھکش وندسی | چھوی ژہ روژن منز کنہ سی جندِسی |
| گوئے ناف نے بہ نیر ترترئے | شامہ صورژ ہیئے گامہ سوندرئے |
| تُرکہ نے ہندگرہ بنہ سبت ہرہ | تھاوِتھ ژے منیرہ للہ کھول کرِ کرِہ |
| چھئے پانس نہ دادِہ کانِ ژھرئے | شامہ صورژ ہیئے گامہ سُوندرئے |
| فاقہ پھرِ یمہ منزہ گوتن تراوُن | آلہ ژین ییمہ گوتن کال نیراوِن |
| پانہ بنہ دادِہ پیمِرہ ہرہرئے | شامہ صورژ ہیئے گامہ سُوندرئے |
| ناپہ کرایہ منز کمبری نمراوِتھ | دوکھ نہ دادی تانِ سُورکن ٹھاوِتھ |
| چھوی ژہ ژالُن لس نیبر مرئے | شامہ صورژ ہیئے گامہ سُوندرئے |

بیرہ پیٹھ چھوی وُدھہ دِدہ پھپہ لگان ہال    برزھہ نوو نقش گوڈہ کرتہ اُمسند خیال

کہہ دِل تہ چھنہ گوئے دکھ زر زرئے    شامہ صور ژہیئے گامہ سوندرئے

رِنہ کالے کھاہنی منزگوہی یہ چال    بیچھی لگان ہالن کُن وندہ سِی لال

ہارہ مٹِ سُند الّٰار زر زرئے    شامہ صور ژہیئے گامہ سوندرئے

رَو چھو پوڑ شنض دِ بوان چھو جہالس    امنہِ شامہ رنگ کرُنے ژہ ہیبہ ہالس

وبنتون ینہِ کُس کری یاورئے    شامہ صور ژہیئے گامہ سوندرئے

بوزِہی المسنن ونہ چھُوی آدن    وِات ہاپس کُس واتِی داوَن

بلہ زن رہبر کرِہی افسرئے    شامہ صور ژہیئے گامہ سوندرئے

# کشیر نُندہ بون

بُونہ راژِ پیٹھ چھو رنبہ وُن کیا آشیانہ سونُوی

کشیر نُندہ بونی جنت نشان سونی

پنہ نیوا تھو چھو ازلن پاسن کتِوہی بنو ومُنت

ہیمالہ بال انداندِ دیوار اَتھ چھو تھومُنت

پتہ پانہ بیہت اتھ منز پنوی جہار ہو مُت
پوشن ہندوی سجو ومُت چھُون گلستان سعنوی
کشمیر نُندہ بونُوی جنت نشان سُونوی

خوش صورژی پنیہ بیٹھ بلہ زن چھو پانہ کرشاین
ڈلہ کِس نہ ولرہ کِس اُس منز چھو چال ڈیشان
نمہ وقتہ وِچھن لائق آسان چھہ امسنزی شان
بلہ ولہ سنس چھو ایوان بینہ باغوان سونوی
کشمیر نُندہ بونوی جنت نشان سونوی

اکہ وقتہ اوس ستی سرِنہ پتہ بنیاُ وکشپ مر
کنِہ کال پیالہ چھیٔ چھیٔ گیہ کیت اِرشن مُنوّر
وُنکن نہ کنِہ فلِو تلہ نیران چھو آب کوثر
چھوہ ران چھو پتہ اکس بینہ کلہ وال وان سعنوی
کشمیر نُندہ بونوی جنّت نشان سونوی

اکہ وقتہ علم وادبک گھوارہ آُس یم بال

خاموش کیازِ چھوہ اے ہر موکھ تہ پیر پنچال

کینژھا وِنو تِھوی تُھو بیہ بیہ کشیرہ اقبال

بیہ علم پرِ نہ یُوتھ بیہ سوروی جہان سونوی

کشمیر یُندہ بونوی جنّت نشان سونوی

اے آسمان ژہ وچھمِر چھے پران نشان سانی

روشن چھو پرت اکِس پیٹھ کیا و نہِ زبان سانی

پرانی چھہ داستانو منزہ داستان سانی

پیہ ونوی چھو کاروانو منزہ کاروان سونوی

کشمیر یُندہ بونوی جنّت نشان سونوی

اِس رُودِ مت فکِس پیٹھ منتھ بینہ کفن پنو نوی

سگہ نو وُمُت چھُو رنہ سیت ازتان چمن پنو نوی

آزاد شادِ ینہ یور روزن وطن پنو نوی

قدمن چھو فیل امسندہ نی جسم وجان سونوی

کشمیر یُندہ یُونوی جنّت نشان سونوی

یُوسہ اختبار اَسہ کرِ چھنہ کنہہ یہ نو وتھاہ اَز

اِلحاق ہندسی سبتٕ چھنہ کنہہ یہ نو کتھاہ اَز

اَسہ آدنے اِمچ سَتھ چھنہ کنہہ یہ نو سنتھاہ اَز

ہندوستانہ کی اِس ہندوستان سونوی

کشمیر بنُدہ بو نوی جنّت نشان سونوی

## کھرِ مانزن

کھلہ وی منزہ کھرِ کنٹ ژارژاری — ڈلہ منزہ چی وَنہاری ئے

للہ وکھسہ بو چھہ کنہ لو لہ بیماری — ڈلہ منزہ چی وَنہاری ئے!

کہے کرہ نے یم کھرِ کنٹ یاری — تاو ننہ یمہ بازاری ئے

انھ وتان کرنی دم شماری — ڈلہ منزہ چی وَنہاری ئے

تا پہ کراپہ منزِ چھینہ دستبرداری — رُمہ رُمہ گمہ جھوی جاری ئے

گمہ نی سبتٕ گی جندہ لارلاری — ڈلہ منزہ چی وَنہاری ئے

رنہ چانہ وتہ لیبہ دودہ باباری — بپتہ نھوبے ژہ ناداری ئے

ژھتہ کرُبادُن چون بنہ ماری ڈلہ منزہ چی ونہاری ئے
یمبوشو کرچانِ غمخواری برٕ برٕ آکھ اش ٹارِی ئے
زو نکھ حُسنس چھنہ پایداری ڈلہ منزہ چی ونہاری ئے
جننکِ سامانہ چھی ژوپاری تھومنہ امِ بازگارِی ئے
اندری زاجنکھ جہنمہ ناری ڈلہ منزہ چی ونہاری ئے
ڈلہ سی لگتن میلہ ژوپأری چھے ژہ کھرِہ چی ذمہ داری ئے
یکماہ کرکھ نفسن چھے گرفتاری ڈلہ منزہ چی ونہاری ئے
دورِہ بیٹھہ بورم کن وأرِدأرِی آرہ ہرِ چانِ ولہ زاری ئے
گیوہ نازون سمسار بے عاری ڈلہ منزہ چی ونہاری ئے
یمسئی بیٹھہ غمکوی نصویراہ یمبوشو منزہ تراوان آہ
الستن کر نقش ونگاری ڈلہ منزہ چی ونہاری ئے

## ہنہ رُک پوش

دوہ چون لوسوی گوہ یأرسأری سندرہال بے چأری ئے

کوہ زن پیٹھ پے نفسن باری — سندرمال بے چاری وئے
نستن ھتوپ چہ تھ دور ژل ساری — درایکھ ژہ بمہ بازاری یئے
ونہ ون کس کری چانہ غمخواری — سندرمالہ بے چاری وئے
گندہ گیہ منز چھٹہ شر گرہ باری — گندہ گیہ تن دارہ داری وئے
ملکس کاسان چھک ژہ بیماری — سندرمالہ بے چاری وئے
روبیہ چھے اداہ ننہ ہمواری — تتھ پیٹھ چانہ خانہ داری وئے
اتھ نہ پنہ بیہ جمادار چھی لاری — سندرمالہ بے چاری وئے
شرچانہ تتھ ننہ بیہ ننہ واری — بوچھہ سیت چھک اش ٹاری وئے
کوچھہ نولہ ہکھہ ہم کنہ مل باری — سندرمالہ بے چاری وئے
پیٹھہ چھی کچھہ لگنی ہند جاری — ھتومنہ ام جمعداری وئے
چھوی انان آمن لیکہ زار ژاری — سندرمال بے چاری وئے
یوتھنہ انسان مازک باپاری — زالہ لاگنی ونہاری وئے
مازس چانس لگہ خریداری — سندرمالہ بے چاری وئے
ہنہ رس پوشا کھور سمساری — رس چینہ آی لارہ لاری وئے

کالہ بومبر سُود خار ژوپاری — سندر مالِ بے چاری ئے

غمہ سینہ دم پھُوٹِ کس کرِہ زاری — مٹہ چھس کل امباری ئے

گیوہ کباہ وَدَہ بنن نہ چھسنہ کونہ واری — سندر مالِ بے چاری ئے

اِنہ گوٹ انہ گٹو کونہ کنِ نہ کانشا — آشے رستوی زن !!

کتھ کری اَلَمست نقش و نگاری — سندر مالِ بے چاری۔

## نو دُنیا

نو روش گوژھ مُو یخانی نو بوش گوژھ پیمانی

نو جوش گوژھ مستانی نو ہوش گوژھ فرزانی

نو گژھ مدعا انسانی نو گژھ ادا جانانی

نو گژھ وفا پیمانی نو گژھ شمع پروانی

بینہ زن نہ محکوم آسہن بینہ زن نہ مظلوم آسہن

بینہ زن نہ محروم آسہن تیوتھ دور گوژھ اسمانی

ییٚتہٕ زٕن نہ حاکِم آسہٕ کانٛہہ ییٚتہٕ زٕن نہ خادِم آسہٕ کانٛہہ

ییٚتہٕ زٕن نہ نادِم آسہٕ کانٛہہ گرٛژھہ ہے نہٕ تٕلِ احسانٕنی

گٕنٛہک سبب ییٚتہٕ ژھانٛڈٕہن آنٛک سبب ییٚتہٕ ژھانٛڈٕہن

جانٛہک سبب ییٚتہٕ ژھانٛڈٕہن نیٚوٚنہٕ ہوٗش گوٚژھہِ ویٚونٕنی

ییٚتہٕ زٕن نہ اپرٕنس آسہٕ جای ییٚتہٕ زٕن نہ کانٛہہ کرِہ کانسہٕ رٲے

ییٚتہٕ زٕن نہ کانٛہہ منٛگہ کانسہٕ جای تیوٚنہٕ رٕھنہٕ ماز گوٚژھہ ہانٕنی

ییٚتہٕ زٕن نہ کانٛہہ کانٛسے منٛگی ییٚتہٕ زٕن نہ کانٛہہ کانٛسے زنٛگی

ییٚتہٕ زٕن نہ کانسہٕ نظر تنٛگی نیٚوٚنہٕ گوٚژھہ بجر انسانٕنی

ییٚتہٕ دِلک ساز آسن نہٕ زٕرِ ییٚتہٕ کٕلِک جام آسن نہٕ ژھٕرِ

ییٚتہٕ زٕن اِچھن آسن نہٕ ٹھٕر آسن نہ کیٚجہ دامانٕنی

ییٚتہٕ زٕن نہ خود داری ہٕمی ییٚتہٕ زٕن نہ کانٛہہ کانسہٕ نٕمی

ییٚتہٕ زٕن لوکٕٹ نہ بوڈٕ سٕمی سوی مس گوٚژھ ھُوی خمخانٕنی

آزاد ییٚتہٕ آسن دِماغ ییٚتہٕ کوٚنہٕ دِلس آسی نہ داغ

ییٚتہٕ زٕن فولن دِل باغ باغ تیٚتھہ وٕچھ گرٛژھی ارمانٕنی

بتہ دل کِنتھ یڈ برِہ نہ کانہہ یتہ پانِ پانس فرِہ نہ کانہہ
یتِہ مرنہ بروٚنٹھی مرِنہ کانہہ تیوتھ گوژھہ دریا پانی

## قیدوٚنان پپاہس کُن (۱)

ضرورتوٚی ژ وا پور لارُوم گیور
توٚی گوٚس ژُ ور کرنس پیٹھِ بو مجبور

گیم بلہ زندگی بے کیف بے نور
نوٚی گوٚس ژُ ور کرنس پیٹھِ بو مجبوٗر

مٔنزے اُدم نیرتھ ہنوی سٹھا ٹوٹ
مگر لِہ ووم غریبہ تیوتھ کھٹا ٹوٹ

ژوٚلُم غیرت تہ خود داری گیم دور
نوٚی گوٚس ژ ور کرنس پیٹھِ بو مجبور

ترکیو کھارِ گرہ پٔین بوٚنھِ دِتھ غریبن
تُلان ہیم سبز باغ ہاوِتھ غریبن

یہندیم عیش کینہہ گژھہن منظور
توٚی گوٚس ژ ور کرنس پیٹھ بو مجبوٗر

امیرن ڈولہ ونہِ نغمہ چھہ ڈیشان
ژُوولمال میانِ ننہ پھلنی چھہ کرِشان

مِہ دُوٚ بے پردہ ماگژھہ ون مستور
نوٚی گوٚس ژ ور کرنس پیٹھ بو مجبور

ژہ نفرژ سپنٔن مہ بخنا وارہ وِچھمے
ژہ ٹھوٹھندہ کاڈِ ہتہ ادہ وارہ وچھمے

ژہ وچھ کرُمتوم نادار یہ چھوٹکہ سوٚر
توٚی گوٚس ژ ور کرنس پیٹھ بو مجبور

رِھیم گرو بیٹھ مے ننہ وانہ کنِ کنِ — ژھنم مے ژارہ پیٹھ کی بانہ کنِ کنِ

سو وچھہ ہے کیاہ بین بین فرانذِ ژور — نوی گوس ژور کرنس پیٹھ یو مجبور

مہ کو نہ مبجم نہ درائے یوس مزورے — مہ کُس دِیہ ہے مہ یو چھم ژورِہ ژورشے

زمین بلہ تنگ گیم گوم آسمان دور — نوی گوس ژور کرنس پیٹھ یو مجبور

امیر لچھہ بد چھہ خرچان ہو نبی تھے — منگیکھ انسان بدلابان چھہ تس لنھ

تھی گیمت چھہ یم بد مست و مغرور — نوی گوس ژور کرنس پیٹھ یو مجبور

بوچھے ہلنہ وی اُنشر یو تلیم تفرمے — گرِ ھفت لتو پاٹھ اکہ دِ ویہ اُون زمے

مہ انہِ گنُو گوم نشہ ژیم نہ آم کیور — نوی گوس ژور کرنس پیٹھ یو مجبور

زہر ھکنیھ پان پیٹھ مارُن نہ سُر مئی — غربین کئوت چھو زندہ روزُن حرمئی

چھک اس خدمت کیتی زندہ تھون منظور — نوی گوس ژور کرنس پیٹھ یو مجبور

کرِ تھ بسُ حملہ کرہ تاراج ملکن — بنیھ قاطع کران پیٹھ راج ملکن

مہ نیرِ ژادر کس بو چھہ داوہ گوس ژور — پیاہ یار ویہ دنیا ہک چھو سلور

سپہ یار وکرُم رچھج نظر مے — سپہ یار وگرِ چ انتم خبر مے

شرُن گدُر یوم کیاہ چھوم ہُڈیہ شرمے — سپہ یار وگرِ چ انتم خبر مے

وُچھان ما چانۂ نی نم لوکہ ہند نی — دکن ما گمنتی یم لوکہ ہند نی

بہ کیاہ کھمہ ہینہ چھہ یم بنہ پھل نہ مے — سپہ یار وگرِ چ انتم خبر مے

نتم ما ڈولان برتل لوکہ ہندہ نئی — گمت ما نِ لتے نل لوکہ ہند نئی

نم ما فیران آسن دربدر مے — سپہ یار وگرچ انتم خبر مے

کران کیاہ آسہ کم کو سنجہ میانِ مسول — کرِم ما کانسہ لتہ مونجہ میانِ مسول

چھو کیاہ نیہ زندگا بیہ دِن جسر مے — سپہ یار وگرچ انتم خبر مے

سہ یدٔ ہند جہنمن بے پردہ ما کر — سہ میانے نا بکار یہ سرد ما کر

پھوٹم ما وارہ از چھُٹِمن کمر مے — سپاہ یار وگرچ انتم خبر مے

## برم

اتھس ہنف کرِھہ بچسی دی را یہ موجاہ — کو چھے نو لیچ بچیس آسس نہ ہاتھاہ

یکان کیاہ اس لتھناوان ہنسی — ونے ونہ ہارہ زہی ہاوان ہنسی

بُچھے سبنت وس منسی گیُور آمُت    بچہ زامُت منس نٕن ژُورٕ ژامُت
لنکان لیتھوان وۄأنْ بلہ بازرس کنُ    دِچھنہ کھِنہ باوشرُ ہینو ڈانٕے تراوُن
پونُس یلہ دأنْ کاندرٕ وانسی تلٕ    بچن ترٕ وٕ وڈانے پنہ پوُزُن نیٚ کانہہ پھل
چیندہ چھِنہ ماجہ زٕن وۄنہ جگرسی ژراکھ    سوبازرا وس نتہ ژھٹہِ ہیے تتی باکھ
تلوٕئی نمہ بچہ پھُچھیر ووی نزِپوتھدُ    دِلس لوگُن نہ زٕن پوُرٕن دِلکوٗزود
دوپُن تس یکھہ ہیو تیتھ نوان ہاوی    تتی لس ہِٹہ بزتھ بوزوچہ ژٕ داوی
دلن میانِ لانیس کرکھ ژھنہ منیٚ کِن    مسافرہ تِوہ ژہ یکھہ سیدُ سیدُ وٕنیٚ کِن
لوکِٹ چھُکھ ڈالئے نوان ہاؤ تیتھ    گرتھ بوڈ ٹالنی اسمان ہاوتھ
چھُوازٕ دوکھہِ کھیون آمُت غریبن    ینھے کنہ ینہ چھہ ٹالان بدنصیبن

## زُون

رٕسہ رٕسہ ڈُولِ چانِ یکہ ناوأنی    اسمانٕچ مہارأنی ئے
کھسنیٚ چانہ سأن دلِ توشانی    اسمانٕچ مہارأنی ئے
سونہ بوُنتھ چون یلہ کھتواسمانی    ہیرہ بونہ گِتھہ تراوانی ئے

وَ نہِ و نہ روپیہ چی گیہ ارزانی    اسمانِچ مہارأنی ئے
ابرُس ژھا بہ چھک وسی نہاوأنی    کسیٔ چھکھ تمبلاوأنی ئے
کسن ہیٖ ژورہ نظرن ہنز مہربأنی    اسمانِچ مہارأنی ئے
بُونہ راژ انداند گنہ مارأنی    کسیٔ چھکھ پتہ لارأنی ئے
کسنٛدُوی داغ چھک فُنذِہ للہ وأنی    اسمانِچ مہارأنی ئے
زانکھ ہندِ گی نہ مسلمانی    ہِش چھیہ چانی مہربأنی ئے
پننہ نوُئی نہ پرہ دُوئی چھکھنہ نزأنی    اسمانِچ مہارأنی ئے
شامہ لٹہِ بلہ چھکھ پردہ نزاوأنی    زن گرٹھان نارکھ کانِی ئے
کَرژنت چھیہ کونرِس نش منڈہ چھأنی    اسمانِچ مہارأنی ئے
پچھِہ وادَن چھکھ انبہ ناوأنی    وِنی کِتہ چھکھ آسأنی ئے
کہندِ گرہ چھکھ شولہ ناوأنی    اسمانِچ مہارأنی ئے
سفرن لاجنکھ ازلے لأنی    بچ وِنی چھکھ نراوأنی ئے
سردی نہ زردی چھکھ مارأنی    اسمانِچ مہارأنی ئے
کٹہ پچھ زونہ پچھہ پنی رنگ جانی    بیم چھیہ دوہوی لافانی ئے

پرژھ کُنہ تھومت ازلے لاۍ اسمانچ مہارأنی ئے
مَرِ مرِ چھکھ لبان نوزندگانی ئی ماچھہ عمل سأنی ئے
نِی ماچھکھ اسہ زِنینہ ناوانی اسمانچ مہارانی ئے
بِچھنی تُوجہ ہند برانِ گے جانی رُودِ پوز وُٹھ فیشأنی ئے

فرواو تلُناون چھاجأنی
اسمانچ مہارأنی ئے

# Kashmiri Muse

**BALA YAPARI: By Dina Nath Walli 'Almast': Published by the author, Badyar. Srinagar, Kashmir.**

MR. WALLI, the well-known landscape painter from Kashmir after his recent exhibition in Delhi, shows another facet of his creative genius by coming out with this bouquet of lyrics in his native tongue. The artist in brush shows himself capable also to weave fine word pictures in musical language and of popular appeal.

'Sweetness of life is poetry' runs the Chinese maxim, but Mr. Walli unlocks this fund of joy both with colour and with words. Kashmir has been well-known as the home of soul entranching poetry from the hoary past to the time of Mahjoor, the rhythm and music of whose ditties charmed even Tagore's ears.

'Almast,' when really frenzied and possessed by the Muse, can well keep the honoured tradition alive. The present collection of his lyrics and ballads is simply an earnest of what is to come next. Sweetness and pathos mark these songs and many lovers in the valley will find ample relief by putting to music any of these ditties. The verses are in simple and pure Kashmiri with very little borrowing from learned classics and are fresh from nature like a spontaneous fountain.

The poet touches themes of everyday life and some commonplace thoughts - complaint of a poor maiden; laments of a widow; plaintive cries of lovers; neglected village beauty; sweet and charming labours of a rustic lass; young and blooming maiden wasting her charm in gathering rushes from the lake; the moon; lovely Kashmir; or a peasant woman's invocation to the wind-messenger to carry the report of her forlorn plight to her husband gone to earn his living in the plains. The presentation is lovely and charming. The imagery throughout corresponds to the romantic charm and natural beauty of the happy valley with sustained and varied musical rhythm that enhances the joy of life. (*Hindustan Times Weekly*, 20-3-5?)